# پتھ کنکریٹ کمرس منتر

(شاہ گونڈ)

مکھن لال بیکس

# اَرپَن

پَننہِ تَس ماجہِ یٚمہِ مےٚ وآلِتھ وس

دوٚد دِگلمِن ستی آپراو

بیکسؔ

# ییٚمہ کتابہٕ ہنٛدی ساری حۆقوٗق چھ محفوظ

کتابہٕ ہنٛد ناو ........ "یٚیہٕ کنکریٹ کُمرس منٛز

چھاپن وری ........ سنہ 2003ع

کُل تعداد ........ 500 پانٛژھ ہَتھ

کُل صفہٕ ........ نمٔنمٔن (۹۰)

خوش نویسی ........ پی-این-کول سایل

سرورق تہٕ آرایش ........ مہاراج کرشن بَٹ

موٗل ........ دۄشوٕیمہٕ حرف

پبلیشر:-

# فہرست



| صفحہ | عنوان | شمار |
|---|---|---|
| 7 | پیش لفظ | 1 |
| 11 | نظمہٕ — | 2 |
| 12 | یاداشت | 3 |
| 14 | ہوس تہٕ حاصل | 4 |
| 18 | خاکہ تۄدس پیش دِتھ | 5 |
| 21 | سفر | 6 |
| 24 | اَزنیک شب چون وُجود | 7 |
| 29 | بہٕ تہٕ میون نیٚچو | 8 |
| 31 | آخری کشش | 9 |
| 34 | وطن چھُو سون شُہلون | 10 |
| 38 | کٔنگر بیٹھکس تیتھ کمرس منز | 11 |
| 40 | گوشہٕ نشینمو بأتش | 12 |
| 42 | دۄن میلہٕ کچھ منز | 13 |
| 45 | نژھمس اندر تصویر | 14 |
| | (جاری) | |

| شمار | عنوان | صفحہ |
|---|---|---|
| 15 | آزادئ ہند کاروان | 47 |
| 16 | ژٕنئے کتھ نس مقام | 49 |
| 17 | کھنڈڑی کھٹ سیر دیہ | 51 |
| 18 | رۆٹ چون دامن ! | 54 |
| | (نعتیہ نظم) | |
| 19 | انتظار | 56 |
| 20 | آئنہ تہٕ عکس | 57 |
| 21 | صلیب | 60 |
| 22 | میٲنی پژھ | 62 |
| 23 | میانہ صبحکہ خابہٕ ! | 65 |
| 24 | وقت — زٕ رٕخ | 67 |
| 25 | یوٚدٕ ژٕ پکھ | 69 |
| 26 | بہار | 72 |
| 27 | غزلہ | 75 |
| | (صفحہ 76 پیٹھہ اندس تام) | |
| 28 | شکرانہ | 90 |

# پیش لفظ

مےٚ کوٚر اصل پاٹھی سنہ 1953ء پیٹھہٕ لیکھُن شورُو۔ میانی گوڈنِچ نظم آس "مےٚ ترٛیش گژھان"۔ تمہِ دوہہٕ آس شہرٕ سرینگرس منز اکثر بجلی ژھینہٕ گژھان تہٕ نلکن تہٕ اوس آب گژھان۔ سون نلکہٕ اوس اسہِ سٹھاہ کھنٛڈ آب دِوان۔ اَتھی آب گژھنَس یہ کوتاہ مُشکل اوس تہٕ زانہٕ ییٚہ۔ بیٚیہ ریتہٕ کالہٕ کی دوہہ۔ اتھی منز گرٕ خاطرٕ دورٕ دورٕ پیٹھہٕ آب سارُن کوتاہ مُشکل اوس۔ یمے حالاتن بنیہ یہ میانہِ نظمہٕ ہُند موضوع۔

اَز چھہِ پیوان سنوٚرِ گی لسہٕ کول یارِ موٚ شایِق تہٕ دنیاناتھ نادِم ژٕ ہتس۔ یم زٕ شوٚلے آسی مےٚ دوہ سادِی لسہٕ کول اوس قرٕلی محلہٕ سرینگرٕ روزان۔ اسہٕ اوس ہمسایہٕ تہٕ نادِم صاب اوس روزان چھنکرال محلہ گوڈٕ تہٕ پتہٕ جواہر نگر سرینگرٕ سرکاری کوارٹرس منز۔ نادم صاب اوس اسہِ برناوان گژھِ مگر ڈلیلہٕ اوس لوزناوان پیٚیہ اسہٕ ترٛاہ ٹشُرٔ ٹ آسہٕ ڈلیلہٕ لوزنہٕ خوش کران۔ یہ اوس اَتھی منز اسہِ برناوان تہٕ مےٚ اوس یالسی لگنڈ پیپر پٹھ خوش کران۔ تمکیانہٕ ڈلیلہٕ لوزنہٕ آسم

لوکچار بیٹھے خوش کران -

کالجہ کِس زمانس منز روُدُس بہ تہ ادبی کامن
منز سرگرم - ادبی محفلن منز روُدُس حصہ نوان -
ییہ شار گوندُس منز چھپیے گژھ تمام نظمہ کیو
غزلہ سوّمبرتھ شامل کرنہ آمژ - یوُتے چھنہ مے ایز
تام لیوکھمت - کِتاب لیکھنک دیس تل مہاراج کرشن
درے ہیتون تھاون لِس شرو باڑو سال وار وتہ !
مے اوس ہیش لفظ تام قلمبند کرُن مشکل باسان تہ
کیاز از کل چھِنہ صحت ٹھیک - بہرحال مے لیوکھ
موختصر پاٹھی یہ ییش لفظ تہ چھُ حاضر خدمت - یہ تہ
ییتیوم گوڈ لیکھن تہ تتھ پیٹھ فیصلہ کرُن -

کِتابہ کھوُدُم ناو "ییہ کنکریٹ کمرس منز" تہ
یہ چھس پیتہ ماجہ ارپن کران - ییہ منز یہ کینژھا
کمی رُذ زمژ چھپیے تمہ خاطر چھِ مسائی کھ الستھ ذمہ دار
کانہہ نظم یا غزل ییہ منز شامل نہ کرتی تہ چھپے
بنیادی طور مسائی غفلیتھ تہ نہ واتن - امیک
چھپنہ مے ورامے ییتہ کانشہ تقصیر -

اُسی ساری چھہ وانگیج وآرس روزان —

میانہٕ اکہٕ نظمہٕ ہُنٛد اکھ شعر چھُ یتھہٕ پاٹھۍ ؎

"طاقہ
واٹنجس گیہٕ ہُشتھ دُتہٕ تہٕ مکانٕچ مالے"

یہٕ ماڈی تۄ تۄہیٚ فلسفہ کیہٕ حقیقت ۔ یتھہٕ سِتی چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ پرخاش
پیٚہ چھیٚنے ۔ ہر حال اکھ حقیقت نہٕ اَزۍ ساری چھہٕ واٹنٛچ وارِس
لبان ۔

۱۹۶۵ءٕ عیسوی یَس مَنٛز کور مےٚ کھاندر ۔ بہٕ اوسُس
آل انڈیا ریڈیو کِس محکمس مَنٛز ملازم ۔ بہٕ گوس ۱۹۹۸ءٕ
مَنٛز 59 ؤرۍ ریٹایر ۔ ریٹایر گژھنس تام ییمہٕ جانفشانی
سان مےٚ کام کٔر، سو چھےٚ نہٕ کانٛہہ پرانۍ داستان ۔ بلکہ
گژھہٕ پرِتھ کانٛہہ تِتھے پاٹھۍ کام کرُن ۔ یتھہٕ پاٹھۍ مےٚ
پننۍ ذمہٕ واری نبھٲوٕ ۔

۱۹۹۵ءٕ منٛز ہیوٚت اسہٕ کشیر منٛز نیرُن ۔ اُدٕ تہٕ پتہٕ
دوت مےٚ کینٛہہ لیکھنے ۔ تکیازِ بَتَرٕ چھُ یہ زلزلُک چھوٚپے
پتھ نِنیس زمینس پیٹھ لگان ۔ اوٚنگِ تتھ دوہ مےٚ ستکھ مےٚ دوٚپ
زِ بہٕ تھاو لیکھہٕ ۔ تتہٕ آیہٕ کانٛہہ موقعہٕ سلہ بہٕ سکھ گوٚو عشق
اَزٕ پتہٕ کینٛہہ ؤری اوسُس بہٕ کلچرل کانفرنسک
میمبر ۔ کلچرل کانفرنس اوس ہفتہٕ وار میٹنگ کران ۔
جمعہٕ دوہ ۔ اَسی ساری آسی جمعہ دوہ سمان تہٕ منٛز

پرتھ داد یا تنقید حاصل کران۔ تمہ ترٛونہٕ اوسُس یہ
پینگ رائٹرس ایسوسی ایشنک ممبر۔ پینگ رائٹرس
ایسوسی ایشن آس لکھارین ہُنٛد جماتھ۔ یم رائٹر آسی گوڈنیتھ
سماجک اکھ حصہ۔ سماجس منٛز یمہٕ کٕنہٕ خرابی آسہ تمہٕ
کرتمہ سُدھراونچ کوشش۔

بہر حال کتاب چھس یہ زانتھ پیش کران زِ گاد
امیک قدر قیمت سمجھن آو تیلہ کرِ پروانہ کُن تہ کوشش
کتاب لیکھنی چھے سیٹھاہ مشکل کام۔ اگر امیک
بار نظر تل انو تیلہ گژھ یہ کام بڈ مشکل ثابت۔ اگر
نہ کرتھ تہ اکھ پرن وول چھُنہٕ تیلہ کیتاہ افسوس
چھُ سپدان زِ وچھسا کتاب پرن وولے چھُنوس
نہ کانہہ۔

دوہ میٚد چھم پرن وول نہٕ کانہہ نتہ کانہہ
تیلہ اَتھ کامہ دِس۔ سُے چھُ میون اصل مُداح۔
یہ کرِ یہ کتاب تسی ارپن۔

مکھن لال بیکس

# یاداش

بہاراہ! پوشہ باغاہ! لولہ ناراہ!

نبن وول شامہ بدلس جامہ اوبرک

پہاڑس تال تنہ گیہ شین ونگہ لہو

ہواوس ژرہ ژواپاری دار مشکبو

زمینس لوو نیچر دژاو چھٹی چھٹی

کھیلن پیٹھ ژنتہ پارہ دیتو چھ شبنم

چھ ییتہ باغس اندر کم پوشس وتھرتہ

خیالن منز لوان رنگ دار تصویر

ہو گلی کانچ چھوان وچھ کیاہ چھپے ہتھس

یہ وچھ ییتہ کنڈی دوہ پھس تامتہ پھلے لیج

چھ اتہ ژیادے بہن ونہ گنتیار پھر ستن

چھ سمساراہ ژواپاری کوت شاداب

دلتہ زن سبز و دنیاہ میون محبوب

بہارک آسی یم دوہ کیتہ وری ہروتہ

گلاب چھ مہا وہ شلییہ ژیادے

ثہ سمیاہ زنتہ ہیٔومت ژورہ سورگس
شہ وکھ زن شادی ہیتھ ووتھ دشن جہانن
شہ وکھ پژتھ طرفہ پھولی پھولی کوسم
مئے اوسم تیلہ ہنا لوکچار باقے
ژے اوسے تیلہ ہنا چشمن اندر آب
پژتھے یوو لول اتھی تھرتل سیٹھاہ کال

مئے گوڈنی لیوکھ سیکہ پیٹھ ناو چونے
بہ دوہ پتہ شش آس سیکہ پیٹھ ناو لیکھان
ژہ آیکھ آبہ ملکھاہ آتھ مٹاوان

•

16 فروری سنہ 1957ء

# ہوس تہٕ حاصِل

یہِ زوٗنہٕ پچھ لوسہِ
میانہٕ گمُرک بیٚنے سہو کھ تہٕ مَل کوٗت
قضا اگر ہٕشدرہِ
میٚنے سَپدِ سوٗرے وٕجوٗد چھوٗکہٕ لدَ
یہِ زوٗن لیوٚد،
میانہٕ بامہٕ سیٚتھوٚد لوسہِ
یہِ گاشِ ما روزِ !
یہِ نوٗر ما روزِ !!
یہِ ژٕیوٗن کوتاہ چھُ آوٕسیٚتھ مُت
اَگرَ نہٕ اَتھ بیٹھ یہِ گاشہِ لے آسہِ
یہِ نوٗرِ مٕہٕ لے آسہِ
یہِ ژٕیوٗن کُنہُ باسہِ !!!

× × × × × ×

یہِ گاشہِ پٕکھ ژٕایہِ دارِ وٕوٚبی کنہٕ
تہٕ بیٹھ لَبہِ بیٹھ
سوٕ حبابے شوٗلے یہِ

یہٕ گرٕدِ پٔرٕ زلے یہٕ

یہٕ گرٕدِ موٗ یے وُچھ نٔژان چھِنٮ۪ کِتھٕ کُنۍ

دوٗ جوٗدِ پٔرٕ زلیٚوس

یہٕ کاٗنشہِ پٔرٕزناو

ژھٔلے تہٕ شوٗلے یہٕ

اَما یہٕ ما کاٗنشہِ پٔرٕ زِنوٗوُس

مےٚ یتھ کُٹھِس مَنٛز بہتھ چھُ

وُہتے جہان وُچھمُت

پیاری وٕنی کٔنۍ ہہ گاشہٕ رٕکھہ پئیہٕ

ۂمی سٔنبتھ آسمان وُچھمُت

اَما سَنا کوٗت بوٚڈ چھُ اسمان ؟

× × × × × × × × × ×

یہٕ میانہِ بٔرتلہٕ وُہان چھُ کوتر

دِ پان یہٕ گوٗ دِل

اَگر ژٕ ڈیشِتھ نثار سپدِی

اَگر ہۓ شوٗنکِس نظر ژٕ کرٕ ہس

اَمِس ہٕنا تیز شوق بییہٕ مَن

یہٕ وۄ لٕبنس پییہٕ

کرٕ ہی ژٕ آہی

"ژےٚ نوٗر پھۄلِنے! ژےٚ آسے ہُرِنے!!"

اَگر ژٕ لۄرٕ پھیرٕ پرٕ ناوکھ

ہۄنٛدرٕ ہۄنٛدرٕ شیو فضایہٕ کُمرک

ژٕ پیرٕ پرٕ ناوکھ تہٕ مانہٕ سنٛمکھ

ژٕ پانہٕ ڈیشکھ ژٕ گاشہٕ پرکھ اَکھ

چھےٚ گرِد نیاشن وۄجود کہکشان

پھۄلان تہٕ لۄٹھان

کھیبان تہٕ چھاٹلان

اَگر ژٕ یکھ لۄرٕ پَرٕ ناوکھ

یہٕ میٲنۍ تصویر

گرٛدٕ لۄبہٕ مُت تہٕ آوٕ سیٛوُمُت

یہٕ آنہٕ لۄٹ چۄرٕ چۄرٕ گومُت

چھُ اَتھی اَندر میٲنۍ نقشہٕ فانی

یہٕ میٲنۍ بشد بشد یہٕ میٲنۍ اَنگ اَنگ

یہٕ زال یُس وۄنہٕ مُت چھُ زَلرٕ لو

یہٕ زال میانین اَچھن اوٗیران

یہٕ زال میانِس رَحسَس اوٗیران

یہٕ میٲنۍ تصویر پھُٹمٕژ نَشہٕ رکھ

یہ ژٕھوُن لوٗدوٚے چھُ آوٕ سیٹھو مُت

ژٕ چھُکھنہٕ کھوژکھ

ژٕ چھُکھنہٕ ترٛہرکھ

یہ چھُکھنہٕ لوٗہرکھ

اگر یہ نہٕ ہو کھ ، یہ گاشہِ پۅکھ نگہٕ چھیمَن تہٕ چھارٕن

یہ زال ژھینہِ گژھہِ زلرٕ پریشان

اگر ژٕ یکھ یور —

ژٕ ییلہٕ تیٖلی یکھ

بییس ژلیس ٹلہٕ زِ تھوٚدٕ سہ کاغذ

ژٕ تھٔوکھ زِ گاشس ہمیشہٕ برٕ وٕتھ

دُچارٕ کمرس براتھ نوٗرٕ چ

تہٕ ڈلیشہٕ دلیوٕ اسمان بیٚیہٕ ہیٚن

یہ میانہٕ کمرک بٔے سۅکھ تہٕ ملِ کرِت

فضا ہناوشتہٕ پانٔی پانٔے

یہ میٖون بنٛد بنٛد یہ جھون انگ انگ

شمتھ تہٕ کرِ میون وۅجوٗد قایم

●

# خاکہ تۄدُس پھیش دِتھ

خاکہ تۄدُس پھیش دِتھ

یتھ آمہٕ ژٕ مہٕ ہیتھ
نظرِ ہنٛد الماسہ
یُتھ جِگرُس کینتھ
ییلہ ہنٛز ناواہ لیکھن
اَدٕ ووٚتھ منے کنُ
"گرٕتھ دوٚن کوٚر مکھ لازوال"

شینہٕ شینہٕ ہس مُنٛشر
منے ہنٛگہ منٛگہ ژٕنتہٕ ووٚتھ آکاشہٕ
ستہٕ ژٕنگی جلوٕ ہنتھ
نۆربٕ چ براتھ

ساسہٕ ٔیدرِ اختاب
یتھ میانِس ووٚجودس مُنٛشر کران گے گتھ
تہٕ وُقتک اٲکرٕ پھیر گو زیر
لنجہٕ لنجہٕ کوسم پھولتھ آیم

کرٕ ہہ وادو بیٹھ یہ دۆد سَل
ترٕلیشہ ہۆت سیکہ سمندر
دزاو بیہہ یکبار .... سۆنٹھی پرأہتہ
تہٕ امرِ ستہٕ ژھٹھ کڈٕن

ڈلہٕ وٕنِس ماگس اَنٛدرَ
وِرِ کیتی ژھلیم دیُت ہَم
سُلی سونٛتک خُمار

اَنہٕ ہری شوقس منٛے دِژرنَم
ییوٕنہٕ پیٚنکہٕ گوٚ ڈینگی پٕرٕ ژھنک
مُترٕحیل انٛدازٕ پٕرٕزناوِتھ نظر
بے قرارس زٕن عطا کٔرنَم سَحر وقتچ نیندٕر
راتی رالتس پان ویگلاوِتھ
سَحر پھوٕلہٕ ناوٕنک دیُتنَم تماہ
چارٕ سازٕن آگہی دِژرنَم
تہٕ پرٕتھ کانٛہہ سِر اسرار بووٕنَم
ژوری یہ وادو بیٹھ مُشتھ گُمرٕ سوشِتیل دَگ
شہ سۆت سۆت دود بیٚیہ وُزٕنوونَم

...........

تیٚنہٕ تہِ گوٚ سمیاہ یہ رنٛگ ہاوِتھ شہ دزاد
پرارٕون تھوونس دیشوٕن پھیرِتھ ییمے
ہانٛژلاہ یِم رنٛگ ہاوِتھ گوٚ

بہٕ تھووٚنُس کرٛ لیتہٕ وُن
ستٕر ڈیٖرس مَنٛز تھمبٕر ترٛاوِتھ تُسہ گو
ڈیٛو ژھُٹھ نہٕ پوٚت
" آکھ تھاوِتھ ترٛووُنُس
کھیٚلہٕ مَنٛزٕ بدٕوُن تھووٚنُس گُرِتھ "
نَظَر دِژٕنَم پوٚژ ہیمَن نیہٕ نَم مےٚ گاشِچ یآری زان
سِری یہ پٔرٕ زلوٕنَم مَگَر
چشمن اَنٛدرٕ تھُونَم نہٕ
گاشِکی رَنٛگ اَلباوٕنیچ سوٕ توٚژھ
نافہٕ مُشکُونَم مَنٛس اَنٛدَر
مَگَر پَرٕزناوٕنیچ نیہٕ نَم مےٚ لوٕد
اَزٕ تہٕ چھُس لٔلہٕ وان وُنہٕ تَمہٕ نظرِ ہنٛدِ الماسہ
کھنٛی مَتہٕ ناوٕ دِتھ تلیمنٛز سوٕ دَگ
اَزٕ تہٕ چھُس سوٕچان کُس گوٚ لازوال ۔

# سَفَر

کیاہ خَبَر وُنہٕ تہٕ ما یاد آسی ہیوان
زانہہ مہٕ سوٗنتنگ شُشہُل

لوٗشہٕ وُن تاپہٕ دٕشہٕ
گُلی گوٗ ڈُس تَل بہتھ
ژِرٕ کیٚمبن سیتی گَنڈِان
کرٕڈٕ دوٗکھیس تَل بہتھ
درٕمُن نیہچرس ہیاہ دِوان
ویرٕوارَس اَندرٕ آبہٕ صَدٕ ہَس چھنوان
ہیاٗنی دوٗدسُل نَظرٕ
گرشمہٕ کاٗلس اَندرٕ
تاپہٕ وُڈٕرَن
یارِ ہوٗنک لُماہ
چھوٗن لوٗ ہوٗت حُسن
مُشکہٕ عنبرٕ مُلِتھ
لوٗنہٕ باغس اَندرٕ
ڈاپھ ترٕ اوِتھ شُشہُل

سون یاوٗن

سوٗرمہ چشمن اَنٛدر

کٔتی جہِ وُچھناہ کرِتھ

سوٗ نٔتہٕ وُشنیر وٚنگلِتھ نوان شیٖنہٕ کوہ

کیاہ خبر وُنہِ تہٕ مایاد آسی پیوان

زانٛہہٕ تہٕ سونتک شہُل،

پوٗشہِ وُن تاپہٕ دوہ

•

اوس تہٕ تہِ اَکھ دوہ ہا

آوٚ پتہٕ اکھ دوہ ہا

سوٗ نٔتہٕ شیٖہجار ژوٚل

کتر پھِرِتھ، دوٚل دِنِتھ

آوٚ نٕک یار ژوٚل

ژھایہٕ ہوٚل سرِی یہٕ ڈوٚل

ژوٚل تہٕ ڈیٖو نٔتھٕن نہٕ لوٚت

سونتہٕ نیچر ڈٕلِتھ

گرٕشمہٕ کرٕ الیوٗ ذرِتھ

روٗدٕ وٕہر آژ شیٖہلاد

بیٚیہٕ ساُنی دِتھ۔

ہرد راژن ووئن ژیاد ہرلو زونہ گاہ
شوخ نظرن اندر پوشہ چمنے چمن
نیلہ آکاشہ نکھہ واش گرڈنگ ہوس
نیتھ پھرس تل چھ پھرکہ ون امارے بدل
از چھ چانین اچھن مشر خمارے بدل
جامہ سوہناری ولتھ نافہ ادفر ملتھ
بونہ باغس اندر ڈاکھ ترآوتھ بہتھ
چون لوہ ہوت حسن میانی تھچتر نظر
ونہ تہ مایاد آسی پیوان کیاہ خبر
زاتہ سہ سوتنک شہل پوشہ ون تابہ دوہ

# أزیک شب چون وجود

دار یاہ کالی از دِلکہ یِمی بُلبُلن ہیٚیہ واش کوڈ
دار یاہ کالک یہ ترٛپہِ ژھیٚون دِل سَپد بیتاب از
زِندگی ہُنز وَتھ چھہِ کاژاہ زیٹھ پیٹھہ سُنساں دِل
ژاٲنی اڈِ ژھِلی خاب کاتیاہ دوٗر پیٹھہ کُن ترٛاوی متہٕ
رآوی متہٕ، مَند چھاوِی متہٕ، وقتن سیٹھاہ تُراوی متہٕ
ہَم سفر کاتیاہ آسی یہ کاتیاہ ہیٚیہ وٲتی
پیٚزِ مے ہیٚو آوارہ دِل گو توتہٕ برٛونہہ برٛونہہ گژھن
گاہ کُنے، گاہ کاروان، خاموش گاہ، گاہ بدزبان
دِژمے پرٛتھ گژھنہ ووڈ پیٹھہ یتہٕ کُن نظر مالوس باکھ
یاد ہا باسیہ مے دوٗری ژھلے زن کانہہ خاب ہیٚو
ژٕدن ظِہاکا شہ گران کوشش یہ چھلہ ہانپہ ہا
آخرس نظراہ گرِتھ اندی کھی شتر یان ہیٚیہ اتھی دِلس

از خبر کیا چھام باسیو کیاز از ہیٚیہ پھیری پھیری
چانہِ تصویرک سہ آکہ اکھ نقشہ ذہنس منز مے آو
ادس تیلہ اسہ یانہ دٕنی دچھمت تہ لسن کتہ ترٛاو منز

پوز خبر چھا کیاز دوشن دِل سپُد بیتاب ہیُو
بُوالہوس دِل باشبرتھ لوُگ وَننہ اتھ عشقک جنوُن
زانہ کیاہ عشقس اَندر دِل ماگژھان بے اختیار
ہنگتہ منگہ باسیوٚ یہ کوٚ پانہ پنُن از یادِ بقار

موٚ جیچ اکھ وکھ اُٹھتھ سپدِ یہ دونوے گامزن
بے خبر پاٹھن پکان خاموش دونوے ہم سفر
پوٚز وُچھس منز دِل کران دب دب زِ کانژھاہ لوٚزِنا
زندگی ہنز وَکھ مے ٹیلہ باسے یہ کافی سوٚم تہ سیٚنز
باشبرتھ دِل وَننہ لوُگ منزِل چھےُ وونی کافی قریب
آیہ پوٚز وَتہ بڈ کھیاہ اکھ سُنی تہ بڈ کافی وسیع
لبس اُتی اوس سانہ جوڑنک امتحان
آسُن لازِم جس کرِتھ دِل دوٗر کرِتھ ژھالاہ ٹلنی
برونٹھ کُن آس دنہ سبٹھاہ روشن سبٹھاہ رنگین تہ رٔز
پوٚز مے زن باسیوٚ وہ سریم اتھس منز جاے نی بیتھ
زن ژے گیہلیوے من تہ بدلیوے رنگ نفس
مے تہ ہیوٚتن دِلہ منز گژھُن وسواس ہیُو
لسی ژے ترددُ سِتھ بتھ قدم موڑس لتی
آخرس تولس قرارس لتھ دِرژھ

وَنہٕ ژٕ ژٕ وُنۍ دِ باسیوے بیاکھ ہم سفر

مِیانہِ بکنچ دٕنھ ژٕے باسیہ لے مقام

پۆز مے ہیوت چون ناو ونہٕ کھ تام اوَر

کھیہِ ترِتھ دُیتمے ژٕے آلو - کرسۄ

ہنزِ چھ دٕہ روشن سبھاہ رنگیس تہٕ پژر

لۆز ژٕے موڈس نِش بھرتھ بیٚہ کُن قدم

داریاہ کالہٕ تۆ پراریوس چأنی آش ہیتھ

یاد پییے ساری مے تم افسانہٕ پرٲنی

کیتۍ مُنزِل سر کرییے اسہِ یانہٕ وآنی

ژٕۄنہٕ گاشس کیتر پھِر کم واوِ گرۍ

روشہِ میتۍ آسی یانہٕ وآنی منہ ناوِ دِل

کیتۍ ارمان اسہِ کرییہ لولس نثار

بار ہا لولکۍ دُچھییہ رنگین خاب

خاب خابے روٚدی تامبیرک سیدٕ کا نیہ نشان

آخرس واراہ ژھکتھ پرآرتھ تۆ ژٕ راس ونہٕ فی پرِ دٕنھ کُن

حاصلاہ لولکُ مے ازتام روٚدلسن اکھ داغِ دِل

ونہٕ فی مے بیٚہ تنہا دلس سرمایہ لۆتے سیتۍ روٚد

× × × × × × ×

پۆز خبر کوٚ از مے بییہ چأنی ژھاے باسیہ بے حساب

اَزمے بیٹھ کُنہِ رَس اندر کستام خاباہ گوش ریب

باشبر لو، بنیہ باشبرہ لو دِل بے حساب

داغچھ چھیس اُتھی داغِ جگرس پوٗر باٹھی توٗ تہِ کران

چون لسُ چونے اُمانتت کُن نِشان

کیاہ خبر یہ نہ باپتھ وِالیس ژٕ نیُن

پوٗز یہ دِل امہ داغہٕ لٕشہِ سید یا جُدا

لِس ییے کینہہ زخم روزن آخرس تامتھ شریک

میانہ دِلہ منزٕ نیرِ ہر روزِ ہی دُعا

"چانی دُکھ، چانی زِندگی آسن منوّر تا ابد

چشمِ بد گلنے ژٕے یاوُن چھاوُنس"

لوکٕس والنس مےٚ بیٚتہِ لسں توٗگ نہ کانہہ سوداہ کرن

بینہ تمیک اَفسوس کانہہ تھاو کھ سو کتھ منٛز آوی زِہن

زانہہ اگر کتہِ ژٕ ھاے باسی میانی ہش

دُیمہ زانتھ دِزِ ژٕ اوگ اَند کُن نظر

لوٗد ژٕے کانہہ ساتھاہ پتہ شیم پٕلی یادبیٛیی کنہ ساتہ ہیو

تِہ آوی زِہن کِتھ، بروٗن دُکھ مُشراوی زِہن

لوٗدِ بیٛیی زانہہ یاد میانی پرانی لوٗ پیچ کانہہ نظر

آسمانس کُن وُچھتہ کتھ ڈٲلی زِہن

میثون یوڈ کاہنہ غوصہٕ آسی کرِ زیٚنہٕ تہٕ دِلہٕ منیٚز نا

کیاز کٔرِ پھر ماییٚ تمہٕ ہیٚنہ کٔنہ کٲتہٕ ہنٛد خیال

تِمحقہٕ سیٚدی ہشگتہٕ منگہٕ اوزُرد دِل

لبٕس لۆ بیٚتھنس تمنس یۆ جھیٚس تنٛہ نس زیٚہ

ییٚتھپہٕ میٲنِس یادلس ییٚتھ زانہٕ تہٕ دوٕ ن جنہٕ گرہ

نیٚتھپہٕ دِلہٕ کِس اتہٕ شبستانس کرکھ کم روشنی

زِندگی ییٚہ میٲنی یاٹھی وآران کرکھ

سو جینس ییٚتھ ییٚتھپہٕ یاوُن راوُرکھ یاوٕ بحر

ناتوان میٲنِس دِلس ییٚتھ ییٚتھپہٕ رحمک نادیہ

لبٕس تہٕ کر زانہٕ اتھن دوٕ الوداع

ساتھ لیٚنہٕ بیم بلانہٕ واز تکیا گتارِ

خاب خابلے ریٚودی خابن الوداع

لۆدِنہٕ امہٕ ممکن سیٚدا اتھواس قایم تو تہٕ کیاہ

چون یاوُن لبٕس منوٚر تا ابد

لبٕس میٚہ جگرک داغ روزن آخرس تام تہٕ شریک!

●

اگست 1956ء

# یہ تہٕ میون نیچو

کھنہٕ ہیوٗن زاتشُر پرٛنڈی مُشکاہ
رٔنگہٕ رٔوکس لبہٕ ہیٚتھ تاپہٕ ٹیوٚکاہ
جسدایہٕ چھُ زامُت قادس منٛز
کنستس ماکوٗز کرُسکا آتشہٕ خبر
بنیہٕ سکا آتشہٕ کنن ماگٔیہ شری کرُکھ

مےٚ چھےٚ ہُندر یمنٛز تہٕ نیمنٛز بب
مےٚ چھُ شُری سُندہٕ شرٕ ژھُنک باس گرٛھان
مےٚ چھےٚ اُچھ جوراہ یتہٕ شینہٕ ہس منٛز
باسان زن میٚیہ لن مُدےٚ گُنڈہٕ تھ
دُھ جوراہ کیا ہتا منتھ لوٚلان
یہ چھُ شینہٕ ٹھجاہ ہیشہٕ نیلشہٕ مُت
ہُندر لیومُت، نیتھہٕ نوٚن اٚتھ تُلی تُلی
کُلہٕ سمسارس چھِنی اتھہٕ ہاوان
نیمہٕ سفرکی اسی ساری وٚتہٕ گٔتھ
صحرادس منٛز سکہٕ یٕدی زا آلتھ
شینہٕ ما آدانٕ منٛز وٚتہٕ راوی متھ

شِنہن ہُندپے ژھانڈِنہ دژامتی
ہُنو ہنو چھُ کران مَنہ اُندریم شُتین
مے چھِنے اچھ کُورِتھ تھوَمتر اَندرَ
مے چھِ ژو شوے عالم نظر گژھان
یہ چھُ متیون ہرِ دے، یہ چھُ متیون شتیاہ
اَکھ زِبچھ کرِ ہنی گو بچھ ژکہ رؤس چاہ
یتھ کرِ ہنس فضاہس منز زن چھیم
ہیتھ کالہ سرکھ کوران زوس
یتھ فضاہس منز اکھ کرکھ مہلک
"ہے انساناہ آسن والیاہ!
ہے زِ ونہ کھسن والیاہ! ہیتہ ساَ
ہے بہ ہساَ چھس دوہ پتر، زاتر
ہے مے ہساَ گوژھ اکھ شاہ دوہ زم
بہ ہساَ زلو ہا، بہ ہساَ زو ہا۔"
پوز ژو نہ کھسن و آلس منشس
چھا تیتھ بہتر چھا تیتر محل:
آسن والس چھا تیوت جگہ
یس دوہ دہ ہنڈرس دیہ شاہ دوہ زم

ییٚتہٕ وٕول پھٕرِس تَل وٲتھ ژٕول
لَب خَشد تُرٕتھ گوٚسمارس



# آخری کش

دوٗرٕ یێتھ سُنسان کوٗنس مَنٛزٕ تہٕ یێتھ وَتہٕ پێٹھ کھَڑا
کیتہٕ پھِر سوٗچنی ہیٚتِم مێٚ تہٕ زِندٕگانی ہِنٛدی سوال
کیتہٕ پھِرِ بے باک وٲلٛنجہ باکھ ژھٹنک موقہٕ آو
کیٚتی سِگریٹ پیٚنٛتی گییہٕ تہٕ ربان یێتھ سوٗچس اَنٛدر
کیتہٕ پھِر بییہٕ سوٗچنس وٲتہٕ وآری سِگرِیٹو دراے
کیتہٕ پھِر اَتھہٕ زٕہَر دامَس پیٚٹھ مێٚ آلوٗ ٹوٗٹھ پان

کتہٕ پھیرِ کم کم سنبھالہ تھدی نیاسے رودی اُنزراوٕنے
کتہٕ پھیرِ باسیوم شہنشاہ ہیتو یاناہ ینن
کتہٕ پھیرِ باسیوم دامن زٕنتہٕ پوشو سیتی بٔرتھ
کتہٕ پھیرِ باسیم جگرس چاک، دامن تارِ تار
دوٗرِ یتھ سنسان وَتہٕ ییتھ ہٕہ چھوٗ مے سوٗچن واریاہ
راتھ کیتھ ییتہ ژوٗنہٕ گاشس زندگی کرِ کم مذاق
واریاہ لٔٹہٕ، واریاہ لٔٹہٕ، واریاہ لٔٹہٕ واریاہ
آیہٕ کاتیاہ ساتھ ییتھی، ییتھ زندگی مٔنز بارِہا
ییمی زٕلن شرٛوپراوی کم کم نار گلی، ہم زہر دام
کیتی زہر کی پیالہٕ چیمے ییتہٕ زندگی ہنز برٛاٰشر کنی
اکھ ہلاہل بے دغا، زندگی لیوٗز بے وفا
ییتھ کشس سیتی گرٛھیا سوٗچن ختم خابگ اثر
تارِ کولس ییٹھی چھو بجلی ژونگ تام لوٗن کٔن وچھان
زوٗنہٕ تامتھ ہیوتن اوبرک کالہ لیمبکھ ییٹھی نکین
چانٛدی کارِتھ ترٛاوی ترٛاوی زوٗنہٕ تتھ زن ہارے پھیر
اوبرآ کاشس اندرِ کاژاہ حسین باسان زوٗن
ییتھ دہس اندرِ چھےٚ باسان زندگی دہی لگ گمٕز
دوٗرِ ییتھ سنسان طرفس کٔن تہٕ چھا کانہہ روشنی
وہی مے ییتھ تصویرِ کس نقشس چھےٚ تور کھ ترٛاوٕنے

باسہِ کینہہ کُنہ سُتہ کُلس تَل ناگہِ وِگنین ہُش صدا
اُف ہُمس ہیمالہِ مُشتھے چھم گوٗمت ہَلہ ہَند گنڈُن
ڈُہی ہیٚمس شٔنیر ہیٚنہِ خُشمن سوٗرمہ رُوٗدُم لاگنے
سوٗنچنس چھے نہٕ فُرصتھے میلان کینہہ کُنہ سوچہِ لو
سوٗرِ ی گرٕٹھی گرٕٹھی کاژہِن ہیوٚ آخری سِگریٹ تام
نیتھ گٔٹس سیتۍ گرٕتھیا سوٗنچن ختم خابک اثر
تارِ کوٗنٹس ہیٚتھ چھے بجلی ژونگ تام لوٗبن کوٗن وُچھان
دوٗر نیتھ سُنسان طرفس کُن تہ چھا کانٛہہ روشنی

●

— سنہ 1957ء

# وَطَن چھُ سۄن نُندبوٗن

چھہٕ پرٲنی پاٹھی بیٚیہ خیال بیقرار مُنتشر
قلم چھُ دزہ ڈیکس لَدِتھ تخیُلس چھُ کھُرلوان
مےٚ باس چھُم پِوان از چھُ خۄنہٕ رنگ عالمس
خَنگیچ چھِیے ژھاے ہش ہیوان سانہٕ وارِ گُلشنس
گُلالہٕ از چھُ بیٚیہ بیٚوایہ ژرتھ بلایہ آیہ تَن
سُمبتھ چھِ یارِ یار از
کَران چھ زوٗ نثار از
کُنی چھِیے گرز وَطَن چھُ سۄن، نُندبوٗن شوٗبہ وۄن
خۄلوٗص از وُجار، دوٗستی چھُ زخم زَن دِلس
اوٗصوٗل زَن چھُ چھیوٚن تہٕ نوٚن سۄچان جایے میلہٕ نس
نِشان زِندگی چھُ از چھُ موت زاگہٕ منزِلس
چھُ لول بازرس اَندر سۄچان زَن نیندلوٚر ہیوٗ
سِتلس وۄوتھان چھُ کرزدر ہیوٗ
دِلس ہُران چھُ لۄبر ہیوٗ
مگر اَسی امارٕ چھ
اَسی یہِ لولہٕ نار زۄد چھ

خۄلوص رٔژھ تہٕ قول رٔژھ

اۄصول رٔژھ تہٕ لول رٔژھ

تۆہیے چھ لولہٕ واٚلۍ شوقہٕ دِل کران نثار اَز

پَزر چھُ بیقرار اَز

عزم چھُ پایدار اَز

کُنی چھِ گرزٕ وطن چھُ سون نُندبون شوبہٕ وون

رُسیٖل صُبح تہٕ شام ہیتھ

تہٕ لسنہٕ کُے پیام ہیتھ

تۆہیے ہیمَن رلِتھ اتھٕ رٕن چھِ اسی رُچھان وِقار اَز

سُہمتھ چھِ یار یارہ اَز

کران چھِ زُو نثار اَز

کُنی چھِ گرزٕ وطن چھُ سون نُندبون شوبہٕ وون

چھُ امتحان عزتس تہٕ عظمتس تہٕ جیرتس

چھُ امتحان عظیم قومہٕ کیس عظیم ہمتس

چھُ امتحان شیرِ وانیس بٔے لاگ موحبتس

بٔے داغ بے گوناہ پَزر چھُ نارٕ مُنزی تہٕ بے خطر

ٹکَن گرٖی چھُ کیاہ حشر

اَنُز چھُ آخرس کھوجیر

چھُ کمٕ سہمتھ تہٕ بے اَثر

پُزِس چھُ بوشِس وۄنی اَزِ گرٛزھان چُھ شرمسار اَز
چھُ پوشہٕ وُن بہار اَز
فضا چھُ سازگار اَز
شُمہِ چھِ یار یار اَز
کران چھِ زوٗ نثار اَز
کُنی چھےٚ گرٛز وَلِن چھُ سون، نُنِد لون شوٗبہٕ وون

—•—

یمَن اُچھَن اَندر حیا تِمے چھےٚ خشم ناک وۄنی
چھِ لور یِد قدم ہیوان زمین گرٛزھان چھِ چاک وۄنی
چھِ شیشہٕ بال لال رَنگ رٹِتھ زھٹان نار وۄنی
وٕہِتھ ہران چُھ تار وۄنی
بَلِن ڈلِن کھاہِن کھلَن، جگر چھُ بیقرار وۄنی
اُچھَن چھُ ترٛاے بٕہ چار وۄنی

—•—

چھُ لوٗٹھ نوٗبہار ہیتھ
چھُ آدُنک اُمار ہیتھ
یہ قوٗل ہیتھ قرار ہیتھ
تہٕ یاوُنک خمار ہیتھ
چھِ راچھ ہیتھ زمیتہٕ اُسی گبر چھِ جانِ نیار اَز

ژھٹان چھ بولہ نار از
رچھان چھ اسی امار از
کران چھ زو نثار از
کنی چھے گرز وطن چھ سون نشد بون شوبہ وون

نوٹ

یہ نظم چھے شاعرن ہندس قومی مشاعرس منز
جنوری 1964ء دلہ سعہ نشر سپز مژ

# کنکریٹکس پیٹھ کمرس منز

کنکریٹکس کمرس منز بہتھ اُسی
نہٕ چھ کیسر کھوژان تہٕ نہٕ آلبس
تکیازِ کنکریٹکین یمن محفوظ کمرن منز چھینہٕ
بہ ظاہر
کیٚسرِ تٕلی آب کھیران

شُری بٔنِ ہش راتھ چھیہٕ
پٔرباتھ پیٚپہٕ ؤلے زمینہٕ گرزٕ وُزھ ترٛاوِتھ نیران
تہٕ شامس لۄتہٕ پھیرتھ
ناگرائیس دیان ذاتھ ہاوِتھ
مگر کوہ سہ ذاتھ تہٕ کوہ سہ پٔرزنتھ ؟

لۄگن لۄگن ہُشد زٕزر لوہُت تہٕ پٔنٕنیو مُرت
سیری پہٕ چھُہ دوہ ہے پتہٕ کنہٕ
سانہٕ کرایہٕ مکانہٕ کیس برانڈس (تہٕ دٕلی زٕ وُرنڈا ہس) نشہٕ وآتھ
تھک دوان تہٕ آلو کران
ہے کآشہٕ ماکھسن پرٕ بتھ

# گوڑکیمی باتش

گوڑ کیمی سندی پاٹھی
پالس اُنڈی اُنڈی
گوڑہن وڈیتھ
لو تہ پاٹھو اُتھی مشٹر رڈ ژتھ اوسُس
ڈیشان خاب
اُتھی مشٹر اوسُس اَز لچ رسوآیی لے شتری ڈیتھ پراوان
کھٹی کھٹی تھاوان پتہ نی عاب
تلہ کترس تل دشہ ناوان ہشند ریمش ببب

آدم زاداہ ———

جائلس تگہ تس کس کرمان
لو ژھتھے یوت تہ آلبس مشٹر گژکہ ناو ژتھ گلدھم
لرلر پینہ پینہ گوڑ مشٹر تار
کھارتھ پیٹس والس رنگہ زنگہ ڈیتھ لوٹ
پشل پشل اڈنگجن تلی ژرلہ وُن
اُڈیل اُڈیل، پاں تھپھ ہشو اکھ ریشم تھان
پتہ لائیتھ اڈ خوداہ سندس مخلوقس کژکھ

"اُے خلقو! مادر زاد عریانی چھپے نہ جان
وُچھو مے کوڑ تو ہہ کثیت ایجاد، سِتر
رُڈلو ڈِلو گوڈ پان
تہ تڑ آدِ وبے سِتری بیٹھو وُرن
کرو اد راک اِن رول۔"
پیتہ اُتھی گڑکہ پِلس آلیں سِتو
بے دسگاہ پاٹھو
نبھتہ نوں ، توں چھوں
پیپتو مُست، میثون شِٹھیو مُست موڑ
بڑِتہ ڈیتھ نتھ نالہ اَندر
تتہ بیٹھو ودتم بنیو بے سُتری کلہ نادان

•

ـــ ستمبر 1971ء۔

# دون میلہ پچھن منز

دون میلہ پچھن منز
ہنہ آمتہ سٹرک ہش چھس بو
کیلنڈرکہ پترتھ ہکو پاٹھی
پگاہ ہیٚیہ تہ یگرٲوُمُت باسان
زنہ زہ سیتر ونیتھ پوٗہ پرسنل فائیل
چھ دوہ دِش صاحبس نشہ ہنہ خاطرٕ
نوٕ راپر چھ ہیوان لاگتھ

•

دیان سانہ ہمسایہ موٗد
کاہہ وُہر رکی زہرن
تنہ گیہ ۲۵ پانژتریہ وُری
سہ اوس نالہ موت کرتھ

یان لیتھ نادان
تہ وقتس ونتھ ڈالان
خبر بوٗ کرمہ.........!

•

اُفوہ !

میانہِ دیہ !

اَزِ تہٕ چھیٚنہٕ یِتھ ماٹنس مَنز کِنٛہِ نوز

خاَرِ مےٚ کیاہ !

پرتھ وِزِ یہ پیٚلہِ اَنکرٕ ہیمنٹ تَران چھ

مےٚ چھُ اَیحساس سپدان

زِ بہٕ چھیس زِندٕ

ماٹرٕ سیتھ ہیشرٕ لاَیِہِ نہٕ

لُکھ آسن پرٛاران

کُنِگاہ کیتھ روز موسم

ٹیلی پرٛنٹر کِس یتھ ہیٚ زُ لفظٕ جوٚلو سنس

کُس دِیہ ماٹے

لفظ چھُ اَسمانس مَنز مُعلق

زِلُو چھِ گھسنس پرٛاران

یتھ سیکہِ صحراوس مَنز ہینگہٕ منگہٕ کھوٚ تہمت

شہلی کُلاہ اکھ

بازرِ کِنٛہ دراد بارہٕ دِنہٕ

اَکھ حرفہٕ ہیوٚ جوٚ ماہ -

لفظٕ جوٚلو شاہ

وُنہ تھ باوُز ! وُنہ تھ ژھانڈر ریکارڈ
لفظن ہُند اَنبار گراں گژھ فایل
بٔتھی ہیری لفظ
اَڈٕ گری لفظ
اَنھری لفظ
پارٕسی لفظ
کاشری لفظ
لفظن ہُند ورتاو گراں گژھ
پیٹھ ورز برٕنگ
پیٹھ کرٕ ژاس
تہٕ ہرگاہ غلطی گژھ
پیٹھ ہیٚنز ماٗفی
تہٕ آخرس پرٲری زٕ۔۔۔
پرٲری زٕ۔۔۔۔ پرٲری زٕ
یوٚت تام تھ بیاکھ انکریمنٹ گژھی ڈیو
تہٕ ریٹایر بدلی۔۔

●

# فرہمیس اندر تصویر

مےٚ ییٚلہٕ تہٕ فرہمیس اَندرٕ یہ تصویرٕ وُچھ مےٚ باسیوٚ

یہٕ شایدٕ لوٚوڈ ہیٚکہٕ نہٕ مینٛد فرہمیس اَمنٛز وُچھتھ زانہٕ

دوٚ جوٗدیٚتھی سُنٛد بُلنٛد قامت، غیوٗر خصلتھ

نظر نظرٕ بےقرار ییٚمی سنٛز چھےٚ یارٕ دِکی پاٹھۍ

مٔژھَن اَندرٕ ییٚس طمانہٕ ژٕنٛنک ہوٚس چھُ پھوران

قدم چھُ محکم یُسنٛد ییٚوان، کائنات کاشیان

عزم یُسنٛد سُنگرٕن ژٕٹان، جوٗیہٕ شیرٕ والان

ییٚمیس وُچھتھ ییٚتھ اجبر چھُ دٔرنہٕ تلان انقلابکۍ

اَمی نظر تیٚج تہٕ ساسہٕ برٕ چشمہ سیٚزرٕ روشن

اَمی عزم کوٚر تہٕ بےزبانن تہٕ آیہٕ زٕلوٚ ہیش

اَمی مےٚ دِژ یاری زانٛ سحرک جلال وُچھتھ

اَمی مےٚ ہیٚچھنوو گٔنٹہٕ اندرٕ آفتاب ڈیشُن

صدا اَمی دیت زِ سانی وحدت ہمیشہ قایم

نَوا اُمی تُل تہٕ پانہٕ وٲنی ایتبار لوٗٹھو

سو باہ مےٚ وُچھ تصویر یہِ اَندرٕ فریمس تہٕ ییلہٕ سے
ہٕتہٕ زٕ پیٚتھ دٕ اَندرٕ فریمس شِد ہیکہٕ لوٗڈ شانہٕ یہٕ

●

# آزٲدی ہُند کاروان

نِصف شب ژوٚا ٲری آواز وۄتھ
نِصف شب ژٕ آفتاب کھوٚت تَمِس
نِصف شب زِ وۄتھ نیندرِ شوٚنجِمتٕ زمین
زمیٖنس درٕمُن کانہہ پھیوٗر ستہ
سپُز ہیش کرُن زنتہ آدمو رُتس
دیان پادشاہی تُلُکھ انقلاب
دیان کُنج کُلاہی ہیوٚکُھ ہیٚوٚن حِساب
گہے دستِ قاتِل گہے دار وُچھ
گہے کیٚتہ مجلوٗن سنگسار وُچھ
جنوٗنس مگر گییہٕ تیمہٕ زانہہ تہٕ کم
زمانن تہٕ ازمٲوۍ واریاہ ستم
ہیٚے دستگاہ اکھن آدٕ نٔو سنجِتیار
ہیٚے تِسلاہ دِلن میٚول نٔو ایتبار
عوامُک سمندر ژٔوالیور وۄتھ
کٔنۍ ژھۄکٕ کرِن ناگہان شور وۄتھ

" فَضا سون، نَب سون، اُترائھ ساَنۍ
جوٗلوٗن سون بَدلاوِ حالاتھ ساَنۍ
پَتھر یادِ یِہ تَجنتیح سِیاہ راتھ ساَنۍ "

قدم تُل تہٕ کاَتیاہ بَنیے یِہ ہَمسَفَر
ہَنا ژھٔکِ تہٕ مُنزِل بَنیے یِہ راہ گُزَر
کٔمی آسی اُسی کاروا ناہ بَنیے یِہ
یکان گیہٕ تہٕ اکھ لوٗڈ جہاناہ بَنیے یِہ۔

•

# ژےئے کتہ نس مقام ؟

اَکھ گُہُل جَنگل ، بے پَڑھ صُحراو
بے مُنزل سَفَر
اَسی چھ پیٚمہ تشنہکی مُسافِر
ژشہ ان اَنڈَن شِشی کُرِتھ
زَن شبنہ پیپِن ہُنْد صدا
ہُنتہ لوٚت گران
یِتھ بیٚے پڑھ سَفَرس اَندر کُس سینتہ لوج
سوم زَن ولگلان چھِم ہَن ہَن
بُو چھُس
پیتمِس ژُوسی یَتھ کاینالَس مَنز
گرزِ بیشُو شاہ ہیشُو وُڈان
سیران
ژمان
زیٹھان
ژھوٹان
پاٹھی تیمی سِندی پاٹھی
یَتھ گوٚو ژِ مَنز بیتھ اوس

مے کُس عاقل پھیوٗرُم

یِمہٕ ہیٚے سون کھ پاتالہٕ کِس کٔرِہٕنِس چاہس اَنٛدر چھہٕ خاکی جسم

رۄچ دگ تہٕ جِسمک دود تلہٕ ناوان زوان

ہُمہٕ بیٚے ترٛٹھ آکاشہٕ کِس تارکھ نٔبس مَنٛز یِتھ چھوکہٕ لَد رُوح

وٕلِتھ گرٛتھی وچھان

اُف خُداوَنٛداہ! ہیتھس خاموش شِتہٕ ہیٚس مَنٛز

ژواپاسے بچھان شِہمارہٕ ژھدہٕ پہٕ ہیٚنٛدی چھم رۄحس

مِیانہٕ سُجدُک چھُے اگر حاجتھ ژوَلن

تیٚتھ زٔمیٖنس آسمانس مَنٛز ژٕکٕتہٕ لنس چھکھ

ژٕے کٕتہٕ لنس چھُے مُقام

مارچ 1973ء

# کھنٛڈی پھٹ سرِیہ

راتھ سیٖدِ لوٗشیانہٕ آنٛگن دارِ تلہٕ کینہٕ

سرِیہ چھو کہٕ لَد

ژٕلن سیٖدِ کتھ آو چھکرنہٕ

تاپھ

تاپھ ہُتہٕ لَس

تاپھ ییتہٕ لَس

تاپھ شُکرٕ ڈٕنس سیٹھ

دٕنہٕ پھیس مَنٛتر

تاپھ دٕہراوِتھ

لبن موٗنِن الونٛد

دارِ داسس بیٹھ گوٗمُت درمانٕ تاپھ

رٕوٹ مِنے ہلمَس کیتھ

تہٕ میہ چھیہِ مَنٛتر بَندٕ تھووُم

کَرنہٕ دادَ بیٖٹھِ شُہٹھوٗمُت خوٗن

ناٲرن مَنٛترٕ

دٕنہٕ نی یمن ناٲرن اَنٛدر پھیروُم منٛے تاپھ

ییتھ وَنس مَنٛتر شیٛتہٕ گوپھہٕ اَنٛدر

گُتکُل تاپھاہ بُورُم

کعم گُرِتھ تھاآدم ٹِھیس مَنتر تاپِر رَیھیہ

دامِہ نشِگلوم یہ دِیگلِشومُت اَلاد

تاپِہ، تیشِوتاہ تاپِھ سَوُمبرُم

تہ یَتہ سوَبخیم

یہ کوتاہ باگیشوان جھِمش

یَتھ دِلتس وآران وُجارس مَنشر

سوَتھکِہ دِس کُمرَس اَندَر ہانان شُشَر

گو دُرُشوٹ سِریلیس زِدِتھ لُوکُن ڈِجبس

لُگ ہِ لُوکُن

زِکھعو رِیتہ بے ڈُولُس

کھعو رِنے ڈِلہِ ہِس مےَ کِتھِ کُنہ یاتھہ ہے اُدِلوٹ تاپھ

زانہ بے تاگس اَندر کوتاہ موئل آسان جھوتاپھ

شینہ ژھعِہ مَنزعہ تِیر ہانیومُت بَدَن

دُشناونچ سیدیہ سُبیل

تاپِہ رُوس ہیو سِرِی یہ سوتیتھ

( ییتیہ تَن مے کِیاہ )

سوشتہ کالے پھیر مانگنی ژھتھ ژوہ یاری

( سوتھکِس کُمرس اَندر مے جھُنہ تاپھ بَند )

کُلیٚن اشَن اَڈ نیبجَرے زَردی پھِرن

(رمیتے چھ گُلدانس اندر کوسَم پھولان)

تاپھ، سوُوم،

تاپہٕ تَتَن زاجَم منَس لوگ آمہٕ تاو

وونی چھ گُھنڈٕ کُھٹ سِری پیٚہ

دارِ داسَس تَل بہتہٕ چھیتان وُٹھ

تیرِ ہانیُر مت شِشھیُومت

آرِ کوٚت کٔرِ یتان وُچھان

کٔرِ مَس وُشنیرِ والِس

● 1977ء

(نعتیہ نظم)

# روٹ چون دامن......

[ دینا ناتھ کول نادِم صابنہٕ نعتیہ کلامہٕ نِشہٕ متاثر سپدتھ ]

ہتہٕ ونہٕ اسہٕ گیہ چانی منہٕ کامن
روٹ چون دامن کرسون پاے

گنہٕ منز چھمتہ گاشکہ آگر
ژھہ منز سوٗرس اسہٕ دتہٕ تار
بے دسگاہن زلہن ار سر
گلہٕ زلوٗ زلہے گیہ لاچار

آرام ییہ ہیے بے آرامن
روٹ چون دامن کرسون پاے

ورزنہٕ واو پیٹھ ناو آولنہٕ ییہ
ہیٹیہ پانس ینی کھار
نتہٕ تنہٕ کتہٕ زنہٕ کرتل کھینی ییہ
پتہ کھیرنس تہٕ مارو زِ وتہٕ تار

تمہٕ وزِ کُس پُتھ دِمہٕ الزامَن
روٗٹ چھوٗن دامَن کرٕ سوٗن پلے

شہجی کھسہٕ وسہٕ ژھٔین لگہٕ، مَدٕ وسہٕ
نَم تَم نیلہٕ تے مَشہٕ مۄہ تہٕ مائے
یَم تھٔر اَنگہٕ اَنگہٕ ووٗتھہٕ، تیلہٕ کُس رٕچھہٕ
مۆنٛزِ نَیہٕ ہیش پیہٕ بیلہٕ دِمہٕ کالے
امہٕ وزِ لاگہٕ پنہٕ لۄکہٕ پامَن
روٗٹ چھوٗن دامَن کرسوٗن پائے

زمہٕ زمہٕ پۄلُک شٕژ تیمہٕ کھشوٗر ہٕنہٕ ہٕنہٕ
مَنہٕ مَنہٕ للہٕ وٕمم لوٗڈٕ ذیشان
لیہٕ پتھ یمہٕ یبے مۄکھ آو یان وٕنہٕ
شتہٕ دِمتہٕ اَرَیں کۄرٕ ہَت تہٕ پراں
یان گۄہٕ پنہٕ پنہٕ چاک لوٗگ جامَن
روٗٹ چھوٗن دامَن کرسوٗن پائے

●

ستمبر 1971ء

# اِنتظار

سانٕس بٕرٕ تٔرۍ پیٚے

ہنٛڈ کھٔچھ لٔگہِ ہے

اٚنٛدٕ مٔکھ شوٗرٕس

تٔس اوٚس واتُن

بہٕ تہٕ ٹھوٚہا کُن

شہٕ رٔگہِ ہٕنٛزِک چھُم ہیوٚتمُت پانٕس

پرٛشتہِ مُتسِن چھُم لوشہِ پٔد لوٗبِن

اٚتھ ساٚنٕس سیٛٹھٕ نہِ چھیہِ گیہِ ہرگاہ

رأچھِس رأچھ کرٛان لگہِ چہٕ پدوہ

ژوٚرٕس مُشرۍ اَکھ گرٕنٛزٕ زِنٛیتھ

•

# آنہٕ تہٕ عکس

مٔتہٕ گرٕھان چھُم
لایہٕ کُنہٕ ہُتہٕ لبہٕ ہشدِس آنس
یُتہٕ زَن چھپلہٕ گرٕھتہٕ بیٛیہٕ وُسی
سُہ عکس
مثانہٕ دوہہٕ ہرش وُچھنہٕ سِیتؠ اوس
کارٕ ژٕلُومُت ، پرٕنتُومُت
دُرٕ یہٕ دادو سپھٕ بیٛتُومُت آنٕس اندر
عکس لیُس چُھنہٕ مثانہٕ اصلی ہُبجتیُک
لیُس چھنہٕ میٛون اَصل رٕچھ
اَصلی صوٗرٕ چھے
رٕچھ لیُس شیران
ہتہٕ یُدی اَصلی ہُبجٕ تھاوٕنی چھیٚم گُھٹٕ گُھٹی دوہے

ساس ہتھی
یٔیمہٕ ساتہٕ لیُ خوش کوٚرتہٕ لوگ،

موم ہیو ہُبھ خوش ییوُن

کتھ کرتہٕ زن گُگی گلی گڑھان

بیاکھ شینشتر تہٕ بکرۍ دوٗر

بے حیا بُڈ بدلیحاظہٕ

بیاکھ موٗھم تہٕ دیان

کرنامے کاہہ زچیچ نظر

بیاکھ بتھ

یتھ منٛز ز وحشتھ ناک اچھ

زاگہ روزتھ لیس وچھان

زاگان ژکرد مہٕ ستھپھ بیٚیس

کیتۍ اصلی رچھ

اصلی شکل

اصلی ذاتھ

لۆز یتھ گرد لہ آلنس اندر ماکالنہ وچھ

یم ہیتی ہتھی

اتھ اندرٕ وچھی شریف انسان

ہتھس ماچھم مے شیو

یُتھٕ اَشرافَن مےٚ کُن ڈٮ۪شتھ دِلَس لَگِ گژھاے ہٮ۪ش
ٹُکھ دَیٚن وُچھ سا چھُ کوتاہ بَد تمیز

مَتھ گٕژھان چھُم
لایہِ کٔنٛز یاشاہ کٔرِتھ آلنَس
تہٕ ترٛاوَس چھٕلہٕ کٔرِتھ
یُتھٕ نہٕ یِمہ نقلی ہٕچھِس بٔلۍ شیوگرۍ کرۍ
ٹُکھ ژٕنہٕ ناوٕکھ

”بہٕ حَق چھُس أصل ذاتھ“

•

# صلیب

مہیب وٲناکھ راتھ ہورِیے
شفق تہٕ پھوٗل یام تام شولیو
یہ تاپھ سوٚت سوٚت ہوان چھُ تیزُن
اُچھن چھُ باسان ترٕو پارٕ کرٕ نیٚہنیر
ہُہ خوٗنہٕ اُجدر کمان چھُ ہنہٕ لش
گرد چھِیے مو ہلکھ تہٕ سبکھ چھِیے شولان

سڑک چھِیے فولاد ہِش تتے متر
پدن پھوٗلتھ آیہ لۄبتہٕ داراہ
یہ وَتھ چھِیے زیٹھان
سفر چھُ کرٕیٹھان

زٕ آسمانکُ خوٗزا چھُ غافل
چھُ شیشتہٕ ناگُک تہٕ سایہٕ تمی ہے
سُہ تیشِدرِ شتر مس لوٗگ سادان
چھِ کھیرِ ساگرٕ منداں کم تانی
دوہے چھِ دیوتاہ چوان امرتھ

ژنٛدہٕ چھےٚ خوٚدسٕر گرٛتھان وٕتھۍ کھیتھ

یِہ قافلہٕ تیٚتس گنٛدتھ پرٛومیتھٕس
سزا تلان یمنٕہ خوٚدسٕری ہُنٛد
سُہ یاگٕی یاگرٕ پچھنی تٕہ ماتھٕچ
دوان دِگ دِگ تلان تکھ تکھ
تُہ داچھ دُچھ دُچھ کھنگالہٕ ترٛاوان

یِہ تاپھ تیٚزٕ لۄو، الاوٕ شولیۄ
یِہ رودٕ پھۅل زن زہر چھُ پھونکان
گرُدِ چھےٚ مٕنہ ہلکہ تہٕ دکھ چھُ ساکن
یِہ غوٗتہٕ اچھدرٕ کھمان چھُ ووٚنی کیٚس
میٚے شٕتہٕ ہتس شمب تٕہ چھیٚنہٕ فرصتھ
یِہ وُتھ تٕہ ریٹھان
سفر چھُ گرٛ ہیٹھان

یِہ واتہٕ ناتیٚزٕ کُنہٕ مقامس
میٚے شانہٕ لۄوہم صلیب تلی تلی

●

(ہفتہٕ وارٕ آری گاش)

# مشائنی پڑھ

یہ زُویہ پچھ لوسہ
میلہٕ کمرکٕ بیٚے سوکھ پہٕ مل کوٗت
فضا اگرہ ہنٛدرِ
مےٚ سیدٕ سورُے دِدٚ جوٗد چھوکہٕ لدٕ
یہ زُوٗن لوٚد
میانہٕ بامہٕ سٹوٚد لوسہ
یہ گاش ماروٗنہٕ !
یہ نوٗر ما روٗزہٕ !!
یہ ژٕلوٗن کوتاہ چھُ آدٕ سیشومُت
اگر نہٕ اَتھ بیٚھڑ یہ گاشہٕ لیے آسہ
یہ نوٗرہٕ منہٕ یے آسہ !
یہ ژٕلوٗن کیشُھ باسہ !!

× × × × × × × × × ×

یہ گاشہٕ پٕکھ ترایہ، دروازٕ وُلی کتی
تہٕ بیٚھڑ لیٚہ بیٚھڑ
سوہ جاے شو لیٚیہ

یہ گرد پڑز لیپہ

یہ گرنہ جوے وچھ تراں چھپے کتھ کو

وو جود پڑز نیوس

یہ کانشہ پڑز نا د

یمو لیپہ تہ شو لیپے

اما یہ ما کانشہ پڑز نووس

مے یتھ کتھ ٹس منز یتھ جیہ

لیتے جہاں وچھمت

پیاری ووی کنی ہنہ گاشہ رکھ پیٹھ

مے اکھی سو ہتھ آسمان وچھ

اما مننا کوت لوڑ چھ آسمان

× × × × × × × × . ×

یہ ہیاہ پھیر تلہ وچھان چھ کوترٕ

دیان یہ گو دل

اگر ترے ڈیشتی نثار سیدی

اگر بیے شو نکس نظر زر کر ہش

امس ہنا تیز شوق ییہ ہی

یہ ؤہ لیسنس ییہ
کَری ژےٚ آہی
”ژےٚ نوٗر کھوٚلیٚئے ، ژےٚ آسے ہُری تےٚ“

اَگر ژٚ یکھ لیور پرُژ ناوٚکھ
ہوٚ خدر ہوٚ ڈلر ہیٚو فضایہ کمٹیک
ژٚ پرژہ ناوَکھ تہ مانہٚ سمجاکھ
تٚ مانہٚ ڈیشکھ زٚ گاشہ پکھ اکھ
چھےٚ گردِ سیتیٚ وٗجود کہکشان

●

# میانہٕ صُبحکہٕ خابہٕ !

میانہٕ صُبحکہٕ خابہٕ کیتھ موٗلہٕ نووٕ مکھ
کیتہٕ پھِر ستگار کٔرِتھ نوٗر ستی موٗلہٕ نووٕ مٕے رنگین بدن
کیتہٕ پھِر از تام ہیتھ بے حِس شہِیتھ زندگیہ امی چانی ناوٕ رٕح بخش
داہی امی چانی خیالن ہاے ناکل ترادتھ گوٗرنس آخرس تام ایسر
چانی زٕھایی یاتھ پیٚیہ دُنہیس تہٕ پیٚیہ یکبار وٕ ہیچہ بسیر ووسی
کالہٕ سیٹھہٕ چانس خیالس پیٚتھ مے راوٕر راتھ ہندآرام تام

× × × × × × × × × × × × × ×

یارٕ از کوٗ کھٕر دِژتہٕ کوٚ دٕیمہٕ گوٗمے ؟
زانہٕ امو خابن ژٕہے دِلہٕ کِس پٔرتہٕ امکس واران بٹونس
سٕرنِتھہ پھیرو
زانہٕ امی خابن ژٕہے سونٔتھک مآری ہؤندٕ انہار ہاوِتھ
بانبر وو موصوٗم دِل
زانہٕ امی خابن ژٕہے گفتارس دِژٕہے رنگینیاہ
ازٕ اگر کٔنہ شایہ کُنہ بالہٕ کولہٕ کُنہ پھیوٗر شرنِتھہ
بس ییتی کھو آش صبحس آسہٕ گنگارٕ ژھیٚپھ گنڈان
ازٕ اگر کٔنہ جایہ زٕنتہٕ براوِہ کٔنہ وُکنی گاش ہیتھ

زان تتھے پرزلہ نگہک نوز چھکران آفتاب

از اگر گتہ دور وارا آلنس کنتھ بیبہ روز لو

زان نگہک سرسبز مادان گژھ تتھے تیار

پیر ہینتر السں ژٕنے لوّد وولتھ غرور

لبس ہیمالس تام وٕنہ گنسے یہ کار از گو سربلند

منزلس تامتھ چھ لوّد وُنہ کنہ قدم باقے مگر

تراو لوّد بروٕنہہ کنِ دِشو قس زیر نووّ جبر وٕتھ کر

یار وولہ یکبار نیرد واد کرارہ پراٹی باٹھی

خونہ دِلہ سیتی ژانگی نوٕ زالو کرو روشن شینہ ہسہ دِلگیرہ

۱) ۱۴ نومبر ۱۹۵۹ سنہ مشاعرس منز پرتھ

# وَقت — زرو خ

راتھ یَتھ لَنجہِ پیٹھ بیہتھ اَکی بُلبُلَن وَزناہ کرِتھو
داہے، یتھ مشاینس گُلستانس سپُد کیتھہ آلی ناش
راتھ اَکہِ بُجہِ ماجہِ کَنزِ بن خُونہ جگرک تھَل دیت
داہ گُنہ پیٗ وانہ کاٹھہ موٗلہ ناوِ تا اَچھہ گاش میون
راتھ اَکہِ شیرینہِ کَرِ شیبود زِ دا شباہ لول اَنْد
روزِ نا کُنتھ نیرِ کاٹھہ فرہاد اَنہ ہے جوٗیہ شیر
راتھ اَکہِ بُجہِ ماجہِ لو چھہ ہیٚندِ تا پِہ جگرس کاش کرِ
لالہ پھوٗل دَچھہ تَلہِ کوٗڈُن تیٚتھ بالہِ زمینہِ روزگار
راتھ ہیٚمہِ اَند راتہِ موٚغلَن ناد تیٚتھ شہنَس دِتھود
یتھ زِ دا آران روزِ دوہہِ دش بُلبُل سَند چمن

اَز نگر گور بُلبُلن جو رُتھ ہنوُدن باغ نوُد
آدمس از لَگ سَزا مُشتِھے سُپُد جنتھ لبتھ
اَز نگر تَرِتھ ماجہِ دَلنجہِ پیٹس تھوُی وطنس گبر
خوٗن دِتھ سگوان یَچھہِ چمنس نبادان ہیم حسین
اَز چھُ پَرِتھ شیرینہ مَنْد فرہاد لوٗلک واد دِتھ

ظُلمتُک سنگلاخ ژٕٹہٕ ژٕٹی وانناوان جویہ شیٖر

سیٖر ما جاہ! دوستاہ! ہیٚمتہٕ ژٕ کرٕتُل لبکھ

یارِ وُچھ بامشن ژٕ لوٚد کُنہ جایہ چھےٚ باسان ہو چھر

خوٗن دِتھ کھیٚرناو شہر ییٚہ آباد یُتھ سیٚدی چمن

آدٕ سیمٕژ لوٚد ژٕ ٹےٚ چھےٚ باسان کُنہ آتِھ دوس امیچ

شیٖر وُنہٕ تٕ مضبوط یُتھ سیٚدی ژٕٹےٚ اَمہٕ یارٕ غیچ کلاسے

کرٕنُن بے داغ روٗح بیدار، وٕ وتھ آزاد بَن

تیٚر سگہٕ وٕنہٕ باغ، جویہ شیٖران فرہاد بَن

●

مارچ ۱۹۶۵ء

# یوٗد ژریکھ

یوٗد ژریکھ ساتس دوہس پوٗز کیاہ لبکھ
یوٗد دٔ ماہ ژرتہٕ یکھ مےٚ تِش ژرتُھہ کھنڈ برکھ
گوٗ ژتے روٗس یاسان چھُ دِل واٰران سراے
دوٗر کاشہ مُنزل بےٚ سر ہیُو کاروان
دِل چھُ یاسان گوٚب تنظر ژکی ژکی دوہ تھاں
پوٗز چھُ ازتام واریاہہ لٹہٕ لوو مے
چانہٕ حُسنک یِنہٕ عُشقک داستان
چانہٕ یِم موصوٗم اُچھ اڈ ژھلی گلاب
جِگرکین زخمن مےٚ گیہٕ مرحم گران
چانہٕ غم وسترتھ مےٚ اسنوو عالماہ
چانہٕ حُسنک عکس ہوٗوم دُنیہس
چانہٕ تصویرک مصوٗرِ میُون دِل
میُون فن ، میانی زِندگی ژہیے آلوٗتھ
روز شب چانیس جمالس پیٹھ نثار
میانی اکھ اکھ کتھ چھِ اکھ اکھ حسرتھا

یوٚد ژٕ یِکھ ساتس ژٕہِس پوٚز کیاہ لَبکھ
شاعِراہ دیوانہٕ موٚت عاشق مِزاج
حُسنِ کاراہ حُسن وۄپِداوان گُلن
پانہٕ پوٚز بے سوز، بے حرکت، بےٚ حِس
بے قرآری لیس نہٕ زانہہ ہیٚنہٕ دیُت قرار
پانہٕ حُسنک لیُس گدا پٔرتھ ساتہٕ رود
نیتہٕ عُشقُک بے مُرٗوت تاجدار

روٗز ہِترا ازتام پیٚتہٕ وُتھ اکھ کتھا
روزِ پتھ کُن سانہٕ عُشقچ داستان
یوٚد پہ سے تہٕ فرہاد سُندٕ ہیُو ناوِ ہیو
یوٚد نہٕ ژرےٚ تہٕ شیرینِہٕ ہُندگوٚے گمان
زانہہ تہٕ کر بے تاب نظرَن تاب آو
زانہہ تہٕ کرٗ آو حسرتن دِلہٕ کیٚن شُمار
یوٚد ژٕ یِکھ ساتس ژٕہِس پوٚز کیاہ لَبکھ
یِتھ دِلس مَس ژاوتس کرٕ نیٚبرِ ہیٚر کھ
یوٚد نہٕ زانہہ حیاتس دہالس سیٚٹھ تہٕ کھرٕ
لولہٕ کتھ کاہنہٕ سانہٕ عُشقچ داستان
حیاتہِ لولک ہیوٚ کھ غم اکھ تۄتہٕ میٚتے
یِتھ دِلس لولُک اَمارُک کُن نشان
سانہٕ لولچ یوٚدنہٕ قایم گژھ مِثال

تۄنہٕ ییہِ بےتاب جِگرس یاد چانۍ
آخری سرمایہِ لولُک پائیدار

بارہا میانِس دِلس وۆتھ اکھ سوال
میانہِ شوقُک اکھ چراغ آخرس

چانہِ لوپچ وتہ ہیکیاہ روشن کرِتھ ؟
میون ہیوٗ آوارٕ دِل فلوآے مزاج

ناز دیتراویا سنا بیمار دِل
کیا ہیکا لولُک جنوٗن رٕٹِمن تھوٗتھ

تِتھ رٕلوا جس کیاہ سنا وِتراوِنا
یُس تصوٗر چھےٚ ذیہنس مُنٕز بہتھ

خاکہٕ یُس کھنوسمت ژٕنے چھےٚ عشقُک دِلس
تۄنہٕ یوٗدٕ ییہِ سا تسٕ ژٕہِس یوٗرکیاہ ہیکہ

میون دِل بےحِس بے حرکت بے صدا
دوٗرٕ آرائش اندر سُنسان سرائے

•

۱۵ اکتوبر 1957ء

# بہار

بالہ بیٚٹھہ کنہِ ناگہ پۄکھری پیٹھ شفق ییٚلہِ تھہ چھلان
ییٚلہِ گلابس پوشہِ ڈٔکھرک رنگ ڈٹھان لوکٔ حیلانہ
ییٚلہِ چھہ گوڈنچ تاپہ رٔکھ صُبحس ڈیکس پیٚوماہ گران
سانہِ ڈٮ۪ہ تل شیٚنہ موہیتو ییٚلہِ چھہ ہنہ ہنہ وُسی پیوان
میانہِ دِلہِ أندرٕ چھہ کانہہ رنگین خیالاہ پھاہ لبان
زانہٕ کیاہ گُلستام خیاباہ چھم گران سُہ تہٕ بے قرار
کیاہ خبر چھیم ٹلجہِ ترٚے تہٕ دِلس دُب دُب گرٕ ٹھان

آنگنس منٛز لوٚبہٕ اُلس چھہ ییٚلہِ کانہہ جانوار
موصمین ییٚنین بچن امہِ تو ہنہ سیتی کھمن آران
دوٗر ییٚلہِ کانہہ کتی جہ جوٗرِ یاہ آسمان تھٕنڈ ٹھہ لوان
تالوس سانِس نِشنٕ دم ہیٚتھ ہِیوان مُس ہیو گنڈان
میانہِ دِلہِ منٛزٕ جانواراہ کانہہ ہیوان ڈیکھہ ہیٚتھ ٹلنہٕ
ہاڈ ساد کانہہ سہ تہٕ مٚیے أنڈٕی کُھیٚ ہیوان واتہٕ ڈٕکہ دِن
کیاہ خبر دلیو چانہٕ لوٗلچہِ نظرہٕ ہیٚنٛد چھیم اضطراب

گُلی گوٚ ڈیس تل سرٕ دِوان ییٚلہِ باغوان باغن پھولان

ہاوِسو ہیوٗت ازٕ لِتا طِس بَرنہٕ تَل دُب دُب کرُن
وَگ سُرُک سِمپوش روے ، اَنداز رُٹِھتھ
ماہتا لِیس خوٗش دہالِس کُن مُدے گُنڈِ گُنڈِ وچھان

تا اَبد ازٕ زِندگی باسان چھِپے زِیٖ پاٹھی لازوال
یِتھ گُلِستانس چھُ لازِم زِندگانی آلہٕ ونی

یِتھ بہارس گوٗزتھ یہِ یادٕ پوشہٕ وُن روزُن دوہے !
سانہٕ لُولُک کاروان یِتھ مُنزِلس تام واتہٕ پوٗر
سانہٕ حُسنُک نقش سپدِن عالمَس مُنزِ بے مثال
چھانہٕ عشقُک مایہٕ ہیتھ افسانہٕ روزُن لازوال

•

ڈری ۱۹۵۷ء

"یَتھ کَنکریٹ کَمرَس منٛز"




( صَفہٕ (76) پیٹھٕ صَفہٕ          تام )



برمندٕ نیس گرتھ شام منز بدلہٕ کتھاہ کر
اَڈٕ راتز تہٕ چھُ اَختاب کھۄسن بدلہٕ کتھاہ کر

اُتھ شایہٕ لدسکلس چھےٚ پرٛژھان رایے شیح گنگ
دِل اَنزٕ تہٕ چھُ زاگان ہتٔن بدلہٕ کتھاہ کر

کمہٕ کاٹھہٕ وُچھیتھ ناو تہٕ کمہٕ ناوٕ وُچھیو کاٹھ
ییٚمہٕ کاٹھہٕ تہٕ چھا ناو چھیٚن بدلہٕ کتھاہ کر

وُچھناو پَنٕک پاَزٕ تہٕ اَسمان گرٛنھی تنگ
یُیمہٕ ناو تہٕ ہیس تراش کٔھژ بدلہٕ کتھاہ کر

ییٚمہٕ سَریہ ییٚمچھٕ ہتھ سَریہ تام لوزی نہٕ کتھےٚ کانٛہہ
اَوتٕ تام چھِی اِنسان ییٚسٕ بدلہٕ کتھاہ کر

کتھ چانہٕ چھُ صحراوچہٕ ترٕ تادٕ بیوان شین
تھۄ تام دِلکُ دود منز وَن بدلہٕ کتھاہ کر

سَر شام تُچھتہ عاشقیچ گٮ۪تھ تہٕ کوٚڈتھ ییٚنڈی
تُل حَصَ یہٕ بوزد زیری پٔہَن بَدلہٕ گِتھاہ مسر

یتھ شیشہ گرس مَنز چھپے ژوا پارٔی ییتھ ذاتھ
رِنہٕ دیشتس چھُپنہٕ روٗ سمن بَدلہٕ گِتھاہ گر

-●-

8 ستمبر 1972ء



سونتس اگر پژکھ نہ وندے مشکہ ناو تام
کیتہہ نے تگی تہ ونلہ یہ دلے تھبلاو تام

خشمن اندر بہار رچھن نے تگی مہ رچھ
زلفن اندر یہ دل ہے سجاو کھ سجاو تام

تم قول، تم قرار، ہہ دامن، یہ دل جگر
کیاہ کیاہ مشتھ گژھی ژے تلے یاد پاو تام

صحراو منتری تہ چھم مے پننی ژھاے ہمقدم
کوسم وتن پھولان اگر چھی ژھپاو تام

وچھ ہیے تہ میانہ نظر، ژے شولی گلاب تن
پلہ ہیے تہ کرمہ سورے شوقک الاو تام





حاصِل اگر فنا چھُ، وُجودُک حباب رٕچھ
وصلُک امار تھاو، دِلُک اِضطراب رٕچھ

پرٛدن اَندر کھٹِتھ تہٕ مےٚ لےٚ پرٛدٕ ڈٲوِنتھ مکھ
آداب بندگی دِمےٚ نظرن حجاب رٕچھ

یُتھ شہرِ سیاہ بخت تہٕ مٔنگ نیرِتھ وایارٕ ہی
اَکھ مٔشرتہٕ لوٚدتِگی نہٕ تہٕ ہینٛز آفتاب رٕچھ

دوٚد دٔسل چھُ یہ صحراو، پکان لوٚری شہر کُن
چشمن اندر شراب، رُخن ہندی گلاب رٕچھ

پرٛتھ بازرس اندر ژٕ خریدار ڈیشِتھ مکھ
کانہہ ہے تِچی تہٕ تو تہٕ ہینٛز اکھ نہٕ خاب رٕچھ

اُچھنے اندر ٹھکھ تہٕ غنیمت چھُ یہ شبنم
جانے چھُ کُنہ دوہ یس اگر لوشی یہ آب رٕچھ

•

اگست ۸۳ء



اُنس آناہ بنووُم، راوُم ذاتھ پنٕنۍ

پانس پان چھیوٗوُم، راوُم ذاتھ پنٕنۍ

نٲلہٕ ؤن اُشی پھیوٗراوِ مشس ہانگہِ مول کوٗرُم

فوٗتس موختہٕ چھکوٗوُم راوُم ذاتھ پنٕنۍ

اَتھہٕ منٛز خر ترووُم تہٕ لوکن کوٗنگ وار کھیٚین

کرٕتلہِ چھچھ کھ دیتروُم، راوُم ذاتھ پنٕنۍ

یتھ جبہٕ جوشس منٛز کینٛہہ بتھی گیہ ادلہ بدل

کمہٕ سٕتنہ تیتھ کمِس ہووُم، راوُم ذاتھ پنٕنۍ

چشمن منٛز تھٔروٗمُرِ اوتھ ہمہ آکاشیچ زانٛدٕ

تارکھ نب گنٛز روُوم، راوُم ذاتھ پنٕنۍ

یتھ لبستی منٛز ترتھ کانہہ صوٗرت میٲنی ہستی

پرتھ موٗرتس تیتھ ہنٛووُم، راوُم ذاتھ پنٕنۍ

تایہ دوٗدر سیٚوٗ سبری یہ چھڈاے نیز تہٕ ہیوٗر

شمہلس اَتھ پلیہ نووُم راوُم ذاتھ پنٕنۍ



عُمرِچ مُقل لولُک نار
عُشقس کُیت شُبی عشہ ہچار

ہجرِچ گُمرٕ، توبہ توبہ
دَرچِلچ گرٕ، وَقتچ ژرٕلہ لار

یتھ صوٗرٕ عالَم قۄربان
تتھ صوٗرژ چھوٗنے انہار

ژٕ تہ وٕتہ تھسرچ نظراہ کرٕ
بہ تہ گژھہ یتھ لوکہ چارس زار

میون عُشق گُلہ لالس داغ
چون حُسن داغَن بُلغار

ییٚن پیٚتہ تماوٕکھ لولس پام
وُنہ چھے یاوُن وُنہ دِل ہار

●

(اکہ ترانہ غزلہ ہنٛدی کینہہ شار)



نیتہ سوٚدرس کمہِ وزِ دزِ تار
ازِ تہِ چھُ موٚسم ناہموار

ییمہِ اندٕ ڈینتکھ تمہِ اندٕ دِپہ
شہہ ہیتوٚن تامتھ گوٚ دُشوار

میٚے کھور پانے گاٹھِس پان
شُترن نحقے منٛڈِ کھوٚت مار

داوِس لاجِم عٔلی ارزٕنتھ
نحقہٕ نکوٚ وُڈی سٕرتلہٕ ڈیار

دُشمن موٚشقہم کوتر زٕنتھ
راتَس دوٚہ ہم صُبحس بٕرار

پٔژھ آس دِسی پییہِ کھوٚٹ
دِل اوس شیشہٕ تہٕ گوٚ سنگسار

برمنٛدن پییہِ زالنٕی ژٕ آنگٕر
ائسہٕ کوٚ کھوٚو چھُم گُرٕ کار
سُہ تہِ اوس شوقاہ گُنٛڈ ناہ کوٚر
گلہٕ چھیٚرن تام گُنٛڈ یکہٕ بار

از چھُس پیشوُمت ہارِتھ باز
زن اوس گُنٛڈمُت کرتن زار

○

وُنۍ ادٕسَس ییٚتہٕ نٕے وُنۍ وُنۍ رود
اَتھ مَشرٲدِل دِل وِسرود

سَرڈکَن ییٹھ گیہ ژھایہٕ وُلٹی
ڈیوٹھ ہیتہ شہرس ییم برادلود

ہوشہ کُرۍ کُرۍ تھٔدۍ ہَتھ راتھ
ییٚمہٕ دُرلیس ہاوُن اوس ہود

تھٔدۍ کرٕ پٔرتھ ییٚتہٕ شیشمو وُچھ
ییٚتہٕ زانہہ لوٚنزے تتی وَرلود

اَسہٕ اُنۍ کوٚ حسیس پٔرٲٹھ ٹالۍ
اَسہٕ کھوٚر بٔنیس پرٲنڈس پوٚد

مَلیہٕ ضُمیرُک ییلہٕ گوٚگوٚب
ییٚتہٕ لُشہ خوٗش گوٗر تہٕ نفس تروٗد

سٔتید بَرٕ اَز نٕے چھا بُڈ گتھ
پوٚت بَرٕ اَزِس ڈھُپرود پوٚد

●



کھسہ زون نیمس کاڈ ییمہ ساتہ پیہم یاد
زخمن مے ووکھتن کڑاآلی ییمہ ساتہ پیہم یاد

اشتی وانہ چھلے پادیر بکہ ییم دل
ییمہ حشمہ گزھن خاآلی ییمہ ساتہ پیہم یاد

زخمن مے ییم انگ داغن بہ گرے زول
ہاوے بہ دیکو آلی ییمہ ساتہ پیہم یاد

لوٹ ژھایہ وچھان دائے حشمن مے لیحم زون
تڑاوے بہ سیمے تاآلی ییمہ ساتہ پیہم یاد

ییمہ لوکہ وجہ واو بوڈھ گوم سٹھاہ دور
نگہ ناو دیچ باآلی ییمہ ساتہ پیہم یاد

لوک بہ سیکیل تاو ہومراو شہج گنگ
کوشہ بانہ تہ ٹیز گاآلی ییمہ ساتہ پیہم یاد

ژھاین بہ دمے سٹھی قدمن بہ وتدے پاش
ببیہ کشاہ بہ آنے ڈاآلی ییمہ ساتہ پیہم یاد





پۄخِتہٕ کارنادِمیوٗتٕس جانانٕس
شان ئیژھ وزِ وزِ ییٚمی یانٕی پانٕس

مانہٕ زۄن اَصلُس ییٚمی دردانٕس
رۄخ بیشیر ئیٚمی ژٕ پھ وزِ طوٗفانٕس

گٔنڈ کارِس منٛز ژۄلیس ٹرۄ ٹہ ٹرۄ ٹہ
کھۄف کرٕ ئیٚمی صُبحٕس نوٗرانٕس

راجہِ رٕینی زۄن ییٚلہِ ژٕھایہِ رۄدٕ کرٕنے
دِگینہِ لیجہٕ وَنہِ ونہِ ماہِ تابانٕس

گاشہِ تارُکھ ییٚلہِ شوٗقہٕ سان نۄن ژٕھاو
ٹھر ٹھر ژٕھایہِ اَدٕ کالہِ اسمانٕس

یانٕ وُٹھو وُٹھی شوٗق ہیٚوٗر ہیٚوٗر کھورُن
زور ژٕھایہِ ٹھیٚٹھِ عشقہٕ تیٚپانٕس

ماہس کیتھٕ ییٚلہِ جام رۄدی بٕرِ بٕرِ
ماتم ییوٗ زاہدِ نادانٕس۔

گٔنڈ سیچھی تارُکھ ستھٕ لگی کرٕنے
زۄنہ سیچھ گاہ دلوٗ ییٚیہ اَسمانٕس
وزِ وزِ شار پیچھی ییچھی ژٕ کھاوُن
کٔس رنگ شوٗبہٕ دیُن اَتھ عنوانٕس۔

فروری ۱۹۵۴ء



کُہ یاپہ لس لولہ پا آراد دِتیسی بیے
لولہ باغس گُل پھوّلراو دِتیسی بیے

بہ تہ زہر دِمہ دِلہ کِس ہَیہ سازس
ژِ تہ لولک مس پا آگراو دِتیسی بیے

نیاے اُثنزراو یاپہ واآذ لقدیرک
یشی یشی بیبہ کس کیاہ ڈراو دِتیسی بیے

ژلہ ماگُک داغ اِدِ جانوارن
باغ پھوّلراو سوشُنگ واو دِتیسی بیے

بہ تہ وُنی دِمہ پراثن ارمانَ
نوہ لولک ژِ تہ برچاو دِتیسی بیے

گُل جِہ پراران شبنمہ مَاری بری بری
وُچھیتہ بلبل باغ ماثراو دِتیسی بیے

کاژ زوٗنہٕ ژٕلہٕ سوٗ سیناری رۄیس
ییٚلہٕ صُبحس لگہٕ آدآد وینٛسی ییٚے

آیہٕ لوٗٹ ہیٚتھ سُتہٕ گرٛدہٕ آکاشس
ییٚلہٕ تُتہٕ آژ لگہٕ سیتہٕ ساوٕ وُنیسی ییٚے

ازتہٕ شیٖرین پٔرارن چھ فرہادس
سہ چھےٚ پٔرارن یور ما آو وُنیسی ییٚے

کَڈِ ہیکس چانِہ زُلفن زہڈ ؎
ژٕ نتہٕ تھوٗد وۄتھ نہٕ حُسن مشرأو وُنیسی ییٚے

●

اکتوبر سنہ 1956



مےٚ چھُ شوق دِل پریشانن کتھہ چانہٕ یاد پاوان
بہٕ تہٕ کانٛہہ اشارٕ سمجھان ژٕ تہٕ کانٛہہ اِشارٕ ہاوان

نظرن ژٕ نور یوٚد چھے تقصیر ونتہٕ کیاہ چھُم
دِل میوٚن آینہٕ پوٚٹ ہیوٚ پھیرِتھ چھُ گاش تراوان

حسرت ژٕ کیٚتھ کمی تام ترٕ ژھنم مےٚ یوٚدوٕ ونمس
یُس گرٛنٛد ہوان نِتارن سُہ چھُ وانٛس راوراوان

مےٚ چھُ وارٕ یاد ازتام دِلہٕ سے اَنٛدرٕ مےٚ ہر دم
کانٛہہ تراہ مندورِ کھارِیم آہم ژٕ ناہوٕ ناوان

ہیوٚ لازِمن مےٚ سوٚچنن نتہٕ ونتہٕ کیاہ ازتام
روٚدُکھ ژٕ نامہٕ سوزان، بہٕ تہٕ آس وادٕ تھاوان

چھا پرٛتھ اکِس بہٕ لازِم پرِتھ کانٛہہ وشہٕ لامہٕ سمجھن
کانٛژھا چھُ کھور ہیرِتھ بے وایہٕ نیٚشہٕ درِ تراوان

بدلے چھُ ازتہٕ انٛداز امہٕ چانہٕ زِنٛدگی ہُنٛد
گاہے ژٕ گُژلیشہٕ ناوان گاہ بے حساب چاوان

میزانہ پنٕنہ اَز تام مےٚ باگرٕتھ مسگراز ہ
پیمانہ مےٚیون ساقی مٔلرِین چھ شبیہ داوان

کاٹھنہ جام چانہ کھمبک کوتاہ مودُر چھ ساقی
کُنہ فرحتاہ چھ بخشان، کُنہ حسرتاہ چھ کھیاوان

مُہرٕ شطرنجس اَندر لوِد گیہ مات کانٛہہ کیٛاہ گوٚ
کاٛنٛتیاہ چھ باز زیٛنان، کیٚنٛہہ شوق راوراوان

کاٛنٛتیاہ چھ شاہ لوٚ مبوٗر کانٛچھان گلاب رویٛن
اَنٛدکُن گلالہ روزان، پژھتھ ساتہ داغ ہاوان

دِل میٛون اَز تہٕ بیکس تھوکمُت تہٕ آو سیٛٹھومُت
پوٚز ونہٕ چھ تاز نقشاہ کُستام مقام ہاوان

•

اگست سنہ 1958ء

